# من سٟر ژیوٗنُم......



سُنیتا رینہ پنڈت

Presented to Dr. Bushan Lal ji Kaul

[illegible]

11-11-[illegible]

# من سرٕ ژیوٗنم......


سُنیتا رینہ پنڈت

مہاگُن ایپارٹمنٹ، شالیمار گارڈن،

صاحِب آباد، (یو۔پی)

# مَن سرٕ ژیُونُم.....

مَن سرٕ ژیُونُم سنہٕ رُک آے
تی دۄ پنٕم اَصلُک سرمایہ

سُنیتا

سُنیتا رینہ پنڈت

کِتابہ ہُنٛد ناو : من سَرٕ ژیٚونُم ......

مُصنِف : سُنیتا رینہ پنڈت

تیداد : 500

چھپن وٕری : 2006ء

مول : 275 روپیہ

کمپیوٹر کمپوزِنگ : رِنکو کول

IILS D.T.P CENTRE
M.No.: 9419136369, 2598633

کِتاب میلنٛگ پتہٕ:

١۔ وَے بھو پرٛکاشن، سوٗری وِہار، بوری، جموٗم۔

٢۔ سی -19، مہاگُن ایسٹیٹس، شالیمار گارڈن، صاحب آباد۔ یو پی۔

٣۔ کِتاب گھر، کنال روٗڈ، جموٗم۔

٤۔ کِتاب گھر، مولانا آزاد روٗڈ، سرینگر۔

# انتساب

پننٕہ نِس ٹاٹھس ہہرِ بَبَس شرٛی مکھن لال پنڈِت

تہٕ ٹاچھِ ہشہِ ماجہِ شرٛیمتی شیلا جی ہِنٛدِ ناوٕ

یمو میٲنِس قلمس قدر کٔر تہٕ

میٲنٕی أنٛدرِم وُزِنٕی

برقرار روٗز



وولہٖ شیٚہلاوَو پنٕہٖ نی پڑان
وولہٖ گُنہٖ کھالوَ پانس ہان

ییٚتہٖ بدلاوَو قلمس زیوٚ
ہُتہٖ بدلاوَو کرٕمک وان

لچھ لوٕکچ أسی زینَو ماے
گرٕی توَ شمشیرن گلدان

یَس یَس بۄوُم اَچھ ؠٚرٕژنیے
تَس تَس مَنٛز ذأتی اِنسان

اسہِ کٔیاہ کرِ تقدیٖر پکو
تَمہِ کھوتہٕ تھۆد گوو پنٕنہٕ نُے پان

یٚیمہِ ہٕنٛز تھۆکی تھۆکی کتھ کٔر بوز
تَمہِ تھۆو کتھِ کتھِ ہُنٛد اَرمان

احساسَن وۆن ژھوپہ گوٚیۆگ
ہرِ گرٛشھِ وألُن امہِ یٚیمہِ سان



ییٚتہٕ چھُ پرٛتھ کانٛہہ غم پَنُن
یُتھ چھُ نوو عالم پَنُن

پژارِ کانٛژھا آشہٕ ہیوٚت
کیٛاہ کرَو یہِ چھُ برٛم پَنُن

مرنہٕ باپتھ چھا زُون
آے کانٛچھو کم پَنُن

زِندٕگیہِ رَفتار رٕٹ
باگہِ یہِ چھُ تہِ چھُ کم پَنُن

ووٚنی چھُ سورُے تُسی ڈٕکس
دَے بنوو آدم پَنُن

غافلن ییٚنہٕ گرٛند کرِو
مےٚ تہٕ چھُنا سرخم پَنُن



یُسے وَنیٖو اعتبار کٔری توَ
بےٚ موقہٕ جشنے بہار کٔری توَ

چھہِ ماتحت اَسی پگاہ تہٕ از ہیتھ
رَژن رَژن پیٹھ گُزار کٔری توَ

بیدٕ بن تلے نبتھ چھُ موت حاضر
قدم قدم متہٕ مزار کٔری توَ

چھِ کتیٚ پڑ کرٕژ ڈٲلتھ مۍ گٲنٛزرِو
وٲں آدمن ہُنٛد شُمار گٲرِتوَ

پھولن نۍ گُل ییٚمِہ بہارٕ بدٕلے
نِظامِ موسم تیار گٲرِتوَ

یتُھے چھُ زیٚنُن یہِ باز گِنٛدٕ ہوَ
یقین ییٚتہِ برقرار گٲرِتوَ

مےٚ جامہٕ سورٕگی وٲلم نۍ أچھرن
یہِ أنہٕ ہاوُن گوارٕ گٲرِتوَ



منہِ چھُ وَنہِ چھنہٕ تتھ سہارس کیاہ ونو
یارٕ چانٮ۪س ایتبارس کیاہ وَنو

روٗد یُس راتٕ ژِن وتن گنڈٕ تھےٚ مُدٕ ے
تس بچارس بے قرارس کیاہ وَنو

تس چھےٚ لُجٕ مژ زنتہٕ موٚتچ ژہنہٕ ون
چھِ تہٕ نہٕ گنہِ زَن ووٚنی شُمارس کیاہ وَنو

ٲبۍ چھُ پانس پیٹھ سُہ زٕنچ ہان ہٮ۪تھ
ونتہٕ نتہٕ اتھ گاٹہٕ جارس کیاہ ونو

شام ییتہِ خٲلی گرَن منٛز ترٛہرِ وَن
اَتھ نظارس تتھ شہارس کیاہ ونو

ژٕ انگی گاشک شر چھُ پرٛبن کیاہ کرَو
والتہِ گُس ییتس مزارس کیاہ ونو



منٛہٕ سرٕ زنٛہٕ یِم پوشا زاو
پےٚ چھا کیٛاہ دِمہٕ ہاو تتھ ناو

شامس ووٚتھ یتھ نامس بوٗج
پان سٕرِتھ سکھراوِتھ دژاو

رازٕ دِلس کیٛاہ کرِ پڑٕژھ گاٗر
موقہٕ بےٚ موقہٕ سُہ ونہٕ نےٚ آو

چمنَس چمنَس شرٛیہہ پھشٛوٚر ووٗنی
یامتھ پھُیرنَس سونٛتُن واو

تس اوس وُہہٕ وُن لولُک نار
أندی پٲکھی ژیٖؤن نہٕ رَژھ تے تاو

یٚیمہِ للہٕ ناٗوی سمیکِ داٗدی
ہُمی ووتلاوی بس دِتھ واو



تس کیاہ روٗوے جِگرُک تاب
تمؤ لِلہٕ نوٗوے قہرِ عذاب

نظرن تل گو آدی پھان
ڈُو دِتھ اَنٛدٕ وَنٛدٕ گوو سیٖلاب

میانِس یارَس کیاہ گدریوو
تس ما رٕوٕے چیٚشمَن آب

سِندِہَن بڑانْدس پیٹھ چھا ژۆنگ
گرِی گرٕ ما گژھِ ہے نایاب

دارِ وَژھے چھم باسان اَتی
پرٕد اَلان چھا، کرٗوُٹھ جواب

کنہٕ دارین تل وۆنگان ہوٗنی
بییہٕ چھا کانچھان خوٗن خراب

کٔمی سُنْد واکھ وژُن گو زوٗر
کٔمی پھُٹیوٗر سائنس کرنس آب



ارمان دِٕلکی منہٕ سأوی دوہے
زنہٕ موٗختہٕ ہٕلم چھکہٕ رأوی دوہے

آزاد نبَس تل وأنٛس کڈِتھ
مَنٛز خابن گرٕ للہٕ نأوی دوہے

اسہِ ویٛہہ وہتہٕ روو تہٕ اُف ما کوٚر
کم داگ دِٕلکی نہنأوی دوہے

یٛیمہِ چمنٕکی گُل سگہٕ نأوِتھ تھٲوٕ
گُلزار کمو پتہٕ چھأوی دوہے

نوِ آیہِ گرِتھ چھلہٕ چھانگر اُسی
کٲمی تقدیرن پُشہٕ رأوی دوہے



سکوٗنِ دِل شُہُل شفقت
یُتھۓ اکھ اکھ پہٲر نیٚامتھ

گُلالن ناز گرٛژھی پوشِنۍ
ڈٔلکس گوٚژھ یُتھ بجر پتہٕ وتھ

ژٕ تسلا دِکھ مےٚ پرٛژھ شولہم
دِنس چانِس سبٹھاہ برکتھ

تہٕ گرٛژھی انداز رازن ہٕنزِ ی
تہٕ گرٛژھ شُرِ ی پانہٕ چی فُرصَتھ

مےٚ گوٚژھ آکاش آنگن در
گرٛژھم نبتھ زوٗنہِ ہنز شیٖہلتھ

بہارَن گرٛژھ گُلَن مستی
تہٕ شارن گوٚژھ ہُربر اَنکتھ



کلہٕ وال مُہتھ ژوٚل میٛون جِگر
گُلہِ میٹھِ دِتُن بے وایہِ مژر

غم، دأدی، زٔخم یُتھ دوٗر گژھن
قطرس قطرس تیٗتھ آسہِ اَثر

یِیٚتہِ گرٛنٛد چھنہٕ مُمکِن دِیوانَن
ؤہی چھُنہٕ تقدیرس کأنٛسہِ سبرٛ

پنہٕ کھٗری لَد وَقتس ووٚنی روشکھ
سِپنَس دِتھ چاکھ ژٕ باو پٔزر

یِتھ جایہِ سَمو میخانہٕ تٔتی
تتہِ لگہِ نہٕ وُٹھن سرکأری مُہر

○

سِیاہ دور دُیتّنم فقتھ چھاوِنَس گُیت
مےٗ کیاہ دیُت زمانَن اَما باوِنس گُیت

کنن نغمہٕ مُتھیٕتی منَس غزلہٕ کےٗ شَر
چھِ کتہِ بأتھ ووٗنی ووٚندٕ مرٛژراوِنس گُیت

مےٗ وُچھ گیر گاٲمژ سو قلبٕچ روأنی
توأریخ یُتھ ما چھُ رٕژھراوَنس گُیت

قلم ما چھُ جاگیٖر گُنہِ اکہِ زمانک
یوٚ گو پیٹھٕ چھُ حاضِر پزَر باوِنس گُیت

گوأہی چھےٚ میٲنی ووٚجوٗدٕچ زمانَس
گُنےٚ پان میٚونےٚ چھُ وبتراوَنس گُیت

مےٗ چھُم قودرتُک وَر بہٕ روزَے سَرَس سر
مےٗ چھُم آے اِرورِ یہِ دوہراوَنس گُیت



سُہ چھُ توتہٕ ٹھکانَس رأچھ کٔرتھ
زنہٕ ژھری ہے بانَس رأچھ کٔرتھ

اَسہِ ہانژہ چھےٚ آدم زأژ ہنزٕ ے
نتہٕ پوٚش اِنسانس رأچھ کٔرتھ

یم زاگہِ چھِ خأرس شر کرٕنَس
تم کٔیاز بہانس رأچھ کٔرتھ

موٗکلیے تمِس پرواز کی دوہ
سُہ چھُ ٹلی اَسمانَس رأچھ کٔرتھ

پدِ روٗس ون کتہِ زن تلہِ سُہ قدم
منہٕ کِس فرمانس رأچھ کٔرتھ

تس وردی پوٚش چھِ پہر دِوان
یُس پوٗرٕ جہانس رأچھ کٔرتھ



ناد لأیتھ سُہ وۄنٛدِ گاٹرنوٗم دۄہے
بڑانٛدِ کھۄت گژاوِ ہیتھ پژارنوٗم دۄہے

ٹأری نم گیہِ تہٕ کم کم قسم ہأوی مَس
گُلی گنٛڈِتھ، دِل مےٚ ہورُم تہٕ پژووُم دۄہے

تتھ گرس پان وۄتھرُم ژِشوالا دٕپِتھ
رأچھ گرمس تہٕ ٹھوگُر تہِ نووُم دۄہے

واوِ رِنگہِ واوِ ہیتھ دارِ طاقس پیٹھَن
ژونگ زالِتھ مےٚ گُٹھ گاشہٕ رووُم دۄہے

لس تہِ پژھ اَس پژاریو برس پیٹھ سدا
یِی زِ تی چیٚشمہِ مُژرِتھ مےٚ بووُم دۄہے

وِگنہِ نژُنا گھے جوٗگر وٕستر ؤلِتھ
ٹیوٹھ مۄدُر چیتھ تہِ سم پان تھووُم دۄہے



ہتہِ گرٛڈٕ دوہدِش نیران وُچھ
سٕدرس مَنٛز گرٕ ییران وُچھ

پوٗختہٕ گوٚمُت یُتھ کونٛدِ انٛدر
واوس مَنٛز دوسہٕ شیران وُچھ

چمنن ہُنٛد سبزار بُچھِتھ
کُنٛڈی تارَو ستہٕ گیران وُچھ

اُہی منگنَس گُلی تُلی تُلی
گاٹھَو شاٹھَو پھیران وُچھ

مُچھنہٕ پیٹھےٕ بیٚیہٕ وُچھنس تام
ژھلہٕ وُن، ژلنگُ پھیران وُچھ



ژٕلہٕ تژاو شبَس ئُج روو سحر
موٗچھِ موٗرن ئُج وٕترٕوو قہَر

وَنہٕ ووٚتھ زن ژۄر تہٕ آنگن ژاو
خونخوار أچھن منٛز نارٕ أہر

یَژھِ مأری تہٕ پڑھِ کۄر دوکھٕ ہَنا
وولہٕ سأوِتھ کوٗرُن دِل اَکھٕ

مےٚ چھِ ازتہٕ وٕچھس منٛز داۓ دی وٕہان
چھُ سنموکھ زنہٕ پھوٗنکاں أچھدر

ہُمہِ شہرٕ چھےٚ گاٹہٕ رأسی وفا
یـِمہِ شہرٕ لٲگم ونہٕ وأسی مُہر

کیٚنُتھ عار زمانَس وار وُچھِتھ
ڈُبہٕ ڈاس کرَن بُستی ارٕ وَر

پـِنہٕ روٚٹہٕ گرٛھن ہیٚرِی گوگلِس پیٹھ
پـِنہٕ خوٗفہٕ مرن پھلہٕ وأے اچھر



سمو سانہِ آنگنہِ گِندو رأتی راتَس
وسوحوٗرٕ بٔنتھے اَسو پوٗرٕ ساتَس

نبُک سائبان زوتہِ صُبہٕ کِس دَمس تام
نووُے جوش بسنگ بَرو کایناتَس

تیمٕی برٛانڈٕ پیٹھٕ پوٗرٕ مالِنی برس تام
نووُے آے کانٛچھو زمانَس حیاتَس

چھِ ستہٕ رأژ مہرینٛزٕ پیٛنزٕ خاب وونان
ہَرپھرٕ یٔمبرزل ڈُٗتھ ہأری ساتَس

أچھن موٗر دِتھ کاڈ کڈٕوٕنی جوأنی
رٔچھِتھ برٛانتھ وَٲچ صلیح منگان یی چھےٚ داتَس



یُتھ چھُ بیقل سۆنتھ ماچھ کتھ کرٕن
وُزنہِ رۆستے لولہِ راچ کتھ کرٕن

ریٖہہ الاوس تیز گیہِ آنگن اَندر
بانبر یومُت آگ باچ کتھ کرٕن

ییٖتہِ سیکلی شاٹھن چیٖرٕ ہوٕچ نمی
پڑان ہۆکھرٕمتی توتہِ ناچ کتھ کرٕن

آبہِ دانن ماتحت اَز تےَ پگاہ
روٗح بوچھومُت یُتھ زِ دڑاچ کتھ کرٕن

ڈدوَنن بۆر لول پھٔلی بے وایہ گُل
ییٖتہِ زِ تتہِ بس میانہِ باچ کتھ کرٕن



یٚیتہٕ شاف ولنہٕ آٲتی تتہٕ سیٚدٕ تہٕ کانٛہہ کرامَتھ
یٚیمہٕ شہرٕکس مزازس یا گُرٛدھ تیٛژ عنایَتھ

یٚیمہٕ سادگی کورُم زَھل نتہٕ آسہٕ ہٕہم أچھن تَل
سوٚنٛچ سو تیز وُزٕمل سوے پرٛٲنی ہٕش فراغتھ

نہَ چھُ میٲنہٕ زُوٕنہٕ مطلب نہَ چھُ میٲنہٕ آسنُک نبب
نہَ ثبوٗت میٲنہٕ قتٕلُک نہَ وکیٖل نۓ شہادتھ

مےٚ چھُ میوٗٹھ خاب روٚپچھمُت چیٚشمن تہٕ تاب روٚپچھمُت
کرٛتچھر عذابہٕ روٚپچھمُت مےٚ چھُ بخشُنٛک تہٕ طاقَتھ

نہَ رفیق زیوٗنمُت کانٛہہ یُس ناو ہٕتھ بہٕ ہٕہمہٕ شاہ
یِژھِ سادٕگی تہٕ کھوٚت راہ غاٗرن ہٕژٕ ے حکوٗمتھ



گیوٚم نغمہٕ جوراہ پٲچھس برٛونٛہہ تہٕ دژایَس
اما آٗنکہٕ ونہِ ٹھیکھ شہرس بہٕ ژایَس

وۄنُم ہرٛدِ رأچھِس زِ سوٚنٛتٕچ کتھا کر
بہٕ یُژکاٗلی یتھ سرزمین پیٹھ ہا آیَس

اتھو خۄن وتھرُم مےٚ چھوکہٕ لد گُلاَن
دُعا کٲری زِ ییٚہِ باغواں سون پایَس

توٲرتھ پکہٕ ناٲوی زِ بَن برٛونٛہہ ژٕ سوٚنٛچِتھ
تھٕوِم شیٚچھ مےٚ پنہٕ نِس حقَس ہمسایَس

تھوَن پیٹھ چھِ آلِچ تھٕوِتھ آش بُلبُل
پیٚنجن پیٹھ چھُ پکہٕ ہے بُہن وِرِ سایَس

شُرٕ بَن ووٚنی چھُ سنطوٗرٕ کٕے راگ بوزُن
بڈٕ بَن ووٚنی چھُ ترٛاوُن سُنٛن لوٗکہٕ نیٚایَس



بہتھ شیشہٕ لرِ منٛز ہجانٕچ کتھا کرٕ
بدن آے سۆرِتھ عذانٕچ کتھا کرٕ

ژُمبرِ زنتہٕ شُرِ نیایہِ کی پأٹھی أنٛزرأو
ژھُل ساتھ اتھِ لۆگ تہٕ خانٕچ کتھا کرٕ

یہِ پزِ اپزِ گُزریہِ کأئناہ اصل دوہ
گُناہ تتہِ چھِ لیکھِتھ ثوانٕچ کتھا کرٕ

بےٚ پرداغ پیتھ یارِ پۆت آنگنس منٛز
گرِچ کل تہِ مٔشرِم تہٕ تانٕچ کتھا کرٕ

شرٕ وکھومُت چھُ کمرِ ے نظر واش کڈِ ہے
ژٕسی آسماں ژُچھ حُبانٕچ کتھا کرٕ

ڈیکس زور دِتھ گینہٕ، چھےٚ بجُرِچ نِشأنی
جوأنی ژٹس پیٛہِ شبانٕچ کتھا کرٕ



گُلٕن چھُ آے کانٛچھنس یہِ باغواں تہٕ لچھ سحر
یہِ باغواں چھُ آیہِ دۆر ہوان ژپٕٹھ زران قہر

دِلُک سکوٗن دِتھ پٕنٕن رنٛگان خوٗنہِ دِل چمن
شُہُل تہٕ سایہِ آلہٕ وِتھ چھوان چھُ ہارٕچی أہر

بہار رایہِ پۆک یہِ باغواں تہِ یوٗت تھۆک
أمِس دِتُن نہٕ نکھ تہٕ پھیوٗک، نِکمِن گُلن دِتُن تھزر

ہرٕیمتِن گُلن پرٕژھو بیان ہرٕدِ کالکٕے
یِمو لنجو بہار وُچھ یِمن پٕنٕنجِن چھُ کوچھِ وَژھر

بۆچھِس پھٕرِس چھُ لولہٕ ہٕرش دود کیاہ کرٕلیس یہِ اَن
کھوان کھوان تہِ فاقہٕ مرِ، مران مران تہِ گرٕشھِ امر

زُوَو تہِ، زُوٕنِکس وٕتیرٕ ہے کرٕو ہنا عمل
دِنس چھُ مول، نہٕ سورِ کول یہِ گیہِ پٕنٕنی پٕنٕنی نظر



ژٕ دیُت وسہِ ڈِنہِ دوہہِ پأغام
ژیرِ ہیٚرِن زنہِ پانَس سام

وائے دَغا کوٚر سمین کوٚت
تقدیرس مُری ڈکہِ اِلزام

از چھُنہِ برٕ پیٹھ گاران کانْہہ
وُنہِ چھے دِلس مَنٛز کل کرِتھ تام

بیٚیہِ وُچھ ہَن بیٚیہِ ہاوَس پان
یِہ تہِ گوٚژھ آسُن پانَس تام

وُمبرِن سورا کرٕ نجلبٕ پوٚژ
باس لوگُس اُچھ مِژرِن یام

صُبحکہِ ہرِیَن دوہ دیُت باس
خوشوٚن بیہِ زِندگی ہُند شام



پَرن تہِ گُنہِ بہانہٕ ہے ہَے
یہِ ہیٚیہِ مےٚ بوٗزِتھ زمانہٕ ہے ہَے

مےٚ تیر لوٗیم صحیٖ نِشانَس
قلم بناوُتھ کمانہٕ ہے ہَے

مےٚ بے تکلُف مِزاز پوٗلُم
ہَکنم نہٕ دیٚارَن زبان ہے ہَے

سَوال پیٚتہِ ووٚتھ زِ کیٚاہ بنن یَم
تِتھِس زمانَس زیٚوان ہے ہَے

چھُ چانہِ انہارٕ کیٚاہ زِ گٲری زیٖس
گٲرِتھ ژٲرِتھ یِی سران ہے ہَے

چھےٚ میٚانہِ بٲستی کسٕژ حقوٗمتھ
چھُ یِی نہٕ زنہٕ کاٗنہہ بَسان ہے ہَے



نوِ تو اَرتٔنچ تۓ بدلاؤ کھ نظر
تِھم گنڈِکھ مُجراہ تۓ پوٗک بڑوٛیٔہ گُن سفر

مٔنزِلَن ۂنڈی نیب یوٗ دوَے مُٹھی تۓ مُٹھی
خوٛن أَسس دڑاو مُتھِ تھۓ ووٛنی شہر

تاژٔ گرٔٹھ کانٛیٔہ یاد آئسنٛ دِلبرس
یا گرٔٹھس چیٚشمن نُمی ووٛنڈٔسے وَژھر

ٹاٹھی چھَم یاتےَ نزاکتھ چاٛئنی اکھ
بیٚیہِ پُٔنُن بے ناز ووٛتۓ لو دُمت سیٚزَر

بے خبر پنٔہ نِس مِزازس کتےِ سنٛیو و
تس چھُ دوہدِش ونہِ یِوان میٛونُے مژَر

اَزی کہِ دوہکُے شام کوتاہ جان اوس
یام ووٛشلبوٗ زوٛنۂ دِژ اڈٔلیچ نظر



زمیں آسماں ہتھ چھُ گرٕ بار موٗنگمُت
پٔنٕن زاءنٔس کٔتھ چھُ سنسار موٗنگمُت

ژٕ ے چھتھ دأریس منٛز نظر قاد کرٕ مژ
مےٚ چھم وایہِ روٗس نظرِ وُسجار موٗنگمُت

یہِ سوٗنچُن حدٕس ماتحت کیٚازِ تھوٕ ہَن
أنٛدرٕ ری سٔدرٕ موٗجب چھُ رفتار موٗنگمُت

یٚیتن حسدٕ نارس وٕتُش دُنٛیت زمانن
توَ ے دٕ دوٕنَن کٔیت چھُ شیٚہجار موٗنگمُت

أکِس بیٚاکھ آویزٕ کرٕمنٛز عدالتھ
سوٗکھس آ ے ویٚپنٛگ دوٗکھَس تار موٗنگمُت

ٹیٚچھر شرٕ ٛوپ تہٕ نیٚامتھ تھیکٔتھ مایہِ ننٛ گلکھ
وٕٹھٕن لولہِ شرٕ ٛیہہ، لولہٕ گُفتار موٗنگمُت



ظُلمے گومُت عام کرَو کیٛاہ
پزُرک اسہِ اِلزام کرَو کیٛاہ

زَنہٕ اَسمان پدٕن تل آمُت
روٚیَن گومُت ترٛام کرَو کیٛاہ

موقہٕ پَرستو سورُے زاٗنتھ
بےٚ گُرہَس بدنام کرَو کیٛاہ

لُکہٕ نیٛایَس پھوٚ سپنا دارُن
زخمن کوٚر مہلام کرَو کیٛاہ

سونہٕ ہٕری تاٗرٲخس ہتی لیکھِتھ
اکھ دورٕ ے ناکام کرَو کیٛاہ

ترٛاٗوی مُچھِتھ یارَو سرکارَو
پھیر بدل گوٚ یام کرَو کیٛاہ



ہوا بدلیوو تہٕ زنہٕ دوہہ راتھ بدلیے
نبَس گیہِ ژھوپہٕ کہو بُتراتھ بدلیے

ژٕے مٔشراوِتھ مُچھتھ رِشتٕچ نزاکتھ
خبر چھےَ تنہٕ تہِ کأتیاہ ساتھ بدلیے

ینےَ گیہِ زور یێتہِ ؤحشانہٕ حرکتھ
تَنےَ ییٚمہِ شہرٕچی زُوزأتھ بدلیے

یُہُس ما ووٚتھ جوَن یێتہِ صاف وونیا
یہِ چھنہٕ گزٕکھ شیٚراوٕنیٚ ؤہراتھ بدلیے

پشان چھنہٕ کانہہ چھِ عادی یوٚت گأمتی
چھُ ذأتی دور نوو گونماتھ بدلیے

مےٚ ما گٔر گژاو چأنٕس پانہٕ نیارٕس
تہٕ یُتھ دورِیہِ زنہٕ اَوقاتھ بدلیے



تتہِ روزیا کاثہہ نالُن گُثیت
اسہِ پتہٕ پژُنا پالُن گُثیت

ییٚتہِ لاریومُت پُتھرِس چوٚنٹ
قِصہٕ بنہِ عرشس کھالُن گُثیت

کرٕکہٕ نادس منٛز لیکھو کیٚاہ
یُس بچہِ سُے بچہِ گالُن گُثیت

یئڈ ہُنٛد نارٕ ے ہوٚمرأوِو
روزِ کرٕژٕ ے نتہٕ زالُن گُثیت

أش قطرن ما لوٚگمُت پھیش
ہرِ چھُنہٕ قطرا والُن گُثیت

موچھِ منٛز وٕڈٕ تو گرِچی ژھاے
پتھ کیٚاہ روزبکھ زالُن گُثیت



روومُت زنہٕ لرٛژھِ گومُت یہِ تہِ چھا شہر
اَچھ وُٹھ ہاَرِتھ یہِ لاپروا شہر

شرٛیہہ نہٕ چیٛشمن زِندگی رُسوا گٔمرٛ
میلہِ پچہ نےٚ لیکھیٚ تَو ہا ہا شہر

تیٛلہِ چھُ از قایٔم زِ موچھِ منٛز پرٛان ہتھ
وُنہِ تہِ چھُنہٕ پے ڈیٛنشہِ بیٛیہِ کیٛاہ کیٛاہ شہر

دادِ اَندرمہِ زیوِ ٹیچھرُک یُتھ اثر
یِی دٔپتھ پکھے مےٚ پرٛزناویا شہر

تیٛلہٕ سرٛکن میلہٕ وادس ژھوپہٕ ژھوپےٚ
یوٗت گدرُن وتہٕ نتہٕ باویا شہر

ناو ہیتھ میٛونےٚ سوالن زیر دِتھ
پرٛاُنی زنہٕ کانٛہہ کتھ مےٚ دوہراویا شہر



چیٚشمہٕ پرٕو گژھہِ دِلچ شِناخت
یُتھ رٔژھراوو دِلچ نزاکت

پگہٕ ہُک دوہہ تہِ چھُ زلہٕ وُن ژھلہٕ وُن
تیٚمی وٚوٗن تمی وٚوٗن کٔرِن کرامتھ

میانٕ تہِ اکھ اکھ کتھ پرکھاوِو
یتہِ کھرش منسرِ گری گری باوتھ

دُورُن ما پزِ بُتھ نہناوِتھ
کتھ کتھ روزِنی تہِ چھےٚ اکھ نیامتھ

لوٗکو ہیوٚت تارٖیخ پھرُن از
پتھ کالس ما کرو بغاوتھ

ویٚہہ دِتھ ما پزِ امر بتھ چاوُن
چھوکھ دِتھ ما پزِ کرِنی رفاقتھ



لوٚ کرِ شوقن حق منٛہٕ ساٚوی
گاشہٕ لبَین گُن موکھ اسہِ تھاٚوی

سینہٕ دربرٕ کوٚر کرٛژپھر ژول
پرٕدیشن منٛز اٚسی نا راٚوی

یٚیتہِ تتہِ ساٚنی کُتھ کتھ روٗز
اسہِ وُچھ سمیَن بیٚیہٕ پرکھاٚوی

تتہِ گیہِ قأد نظر وٗچھتھے
اسہِ بَس پنہٕ نی ژٕہی تتہِ رأوی

کم گُل پھوٕلرأوی اَخلاقن
کترأوِکھ دِل کأتیاہ لأوی

میأنٕی وجوٗدن میٚے کوٚز واد
گرٕژھ کوٚت وتہٕ گرِنم رتہٕ دأوی

تیٚمی دیُت امربتھ ہُمی دیُت سم
یم کٔری رُسوا ہُم اَپنأوی



از تہِ ووشلیو شام پرتھ جامہِ زَن
از تہِ نوّن گو ہری یہِ لوِ ہوّت ہتھ بدن

از تہِ وَنہِ وَو شامہِ پتہِ پوّت وارِ منٛز
یُتھ زِ ننہِ آکاشہِ پٹھِ اُژھ رژھ وسَن

یاد چھے لوکچار پھوّل تتھ بونہِ تل
میون سوّری سوّری آسہِ ما گاٸِش گوتن

ژٕے تہِ ووٚنتھ لوتہِ پاٹھی ووٚنی سمکھو نہ زانٛہہ
مےٚ تہِ کرہم لوِ زنہِ تِمن پژانٛہن وتَن

سوٚنچ اِدِ باہوش وتم کس پھوٚرُکھ
مژِ کے مدِوَس تہِ مانے ننہِ کتھن

زِندگی دِتہِ پژان گُنہِ نوِ آیہِ ووٚنی
سبزِ زارن منٛز گژزَن یُتھ ہیٚنہِ وَژن



ذِہن بیدار تھاٗوِتھ وَن
وُٹھن گُمجار تھاٗوِتھ وَن

دوہے تقدیر نژناٗویا
ووٚندس مَنٛز نار تھاٗوِتھ وَن

نہٕ راوکھ شکلہٕ گٔنٛزراوان
ژیتس انہار تھاٗوِتھ وَن

گرٛزان چھُے ڈیٚڈ تل آگُر
جویَن رفتار تھاٗوِتھ وَن

دمن ہنٛز پرٛژھ نہٕ اِنسانس
غمن وہستار تھاٗوِتھ وَن

چھےٚ سوٚنچس مَنٛز کھٔٹِتھ وُزمل
رٔچھِتھ اِظہار تھاٗوِتھ وَن



زینتھ ہور یہ باز توَے
ژُونکو مُٹھی انداز توَے

زیوِ ورتاؤی تہ کھولگھ باو
اچھرَو دِژ آواز توَے

پانس تام تھوِتھ محدوُد
کینژھا سَپدیو راز توَے

شامکہِ دمہ وُچھ تارکھ نَب
صُبحس کوٚر پرواز توَے

ہوہَس منز تیلیٚو زَہر
آسہِ ٹیٹھیٚومُت ماز توَے

بأزی گرا ہیٚو ژھلہِ وُن دور
لوٚب روٗدا جانباز توَے



پۆت زۄنے بیدار وُچھُم
پھولہٕ وُن زنہٕ گُلزار وُچھُم

چیٚشمو بوُن ہوُن پان
یُتھ ہیۆ زنہٕ پنہٕ نیٛار وُچھُم

بڑٕ مانڈس پیٹھ کھائلنٛ پڑان
تیٚز موکھس گُلنار وُچھُم

تس چھُ عشق رُمہٕ رُمہٕ پھوٚرمُت
یارس نِش لاچار وُچھُم

ووتھرِن آنگن آنگن پوش
میٛول گرشھنگ وبستار وُچھُم



یہِ چھےٚ یاد ظاٗلم کس ونو
تس راہ چھُ ساٗلم کس ونوَ

یا گرٛزھنہٕ زوٗنچ کل گٔنٛزٕ
نتہٕ شوق گاٗلم کس ونوَ

پٔری پٔری چھےٚ گاٗمژ قاٗد بوٗد
ژٕے ونتہٕ عاٗلم کس ونوَ

بخشُم تمٔس، پاٗنس مگر
اِلزام کھاٗلم کس ونوَ

رتہٕ ترٛیش لٔجمژ چھکھ کوَے
دوٗدِ دانہٕ پاٗلم کس ونوَ

سُے روٗد رُسوایَس دوہَے
یِم پژان ڈاٗلم کس ونوَ



کأنسہِ ہٕنٛدِ حقہٕ پھوٚر پٕنٛن ہُرٕزے نہٕ زانٛہہ
کأنسہِ ہُنٛد پڑاوُن وُچھِتھ ہُرٕزے نہٕ زانٛہہ

میٛانہِ وقتُک اَنہٕ وُچھِ زہنہٕ کأنٛپنگھ
میٛانہِ دورِچ کانٛہہ کتھا پُرٕزے نہٕ زانٛہہ

گاٹہٕ جارِس گاٹہٕ پیٛوٚن لأجم چھُ یُتھ
آیہِ کُنہِ نکھٕ بیٛقلس ڈُرٕزے نہٕ زانٛہہ

خوش مِزاجی ٹھکھ دِوان دادٕبن دوکھن
زِنٛدٕ دِل ہبتھ مرنہٕ برٛونٛہہ مُرٕزے نہٕ زانٛہہ

آسمانس کُن نظر پٕتھرِس ڈِ پٕدی
واوِ گژاین مَنٛز وُڈُو سورزے نہٕ زانٛہہ



اوس تہٕ زنہٕ بیٛہٕ وُہوُن نار
واو لۄگُس ژۄل ٹکہ لوکچار

یُس نہٕ سَپُد زانٛہہ میٛون خبر
تس کتہِ ووتلوٗ از پنہٕ نیٛار

شُنٛز ہَس مَنٛز اوس گُنٛز رَس رآچھ
زُیُٛن زَنہٕ ہَتھ ہَتھ سنٛسار

نظرو ڈوٗل اوسے ما زانہہ
دیدن منٛز روزُن انۂ۔ ہار

زیوٗ دِژنم شاہ دِتنم ییٚنز
لرزٕ دوہے چھُم قرضُن بار

شمہَس شامہٕ بژونہے کھوٚت بوش
پوشرُ کھالیا مٹہٕ تَس مار

آیتانس پیٹھ اتھٕ چون
وأنسن پوشم زنہٕ شیٖچار

مےٚ تہٕ چھُ مِزاجس چون اَثر
مےٚ تہٕ چھُ تمِس ستن یقرار



چھُنہٕ رأسی گوٚمُت انہار وُچھُم
خوٗش دِل تہٕ أچھن یقرار وُچھُم

گٔنٛز رأوی قدم تٔمی تھچھ کٔری کٔری
ییٚلہِ دور تُجھم بیٚیہٕ نار وُچھُم

مٔش زان کٔرِتھ زِنٛدگأنی ہٕنٛز
متہِ دوٗران موٚت لوٗکہٕ چار وُچھُم

ژھلہٕ رأوِتھ گٔیہِ کلہٕ وأنی نظر
یامتھ لوٗلُک اِظہار وُچھُم

دامانٕس گُل تے میٹھی ڈبکس
دِتہِ مَس اصلُک دیدار وُچھُم



روشان توشان اڑٕ پھۆل خام
ٹکرٕ حقیقتھ ٹٲچھرُک جام

تٔمۍ ٹُل پانے زخمن کرٕوٕر
بیٚیہِ دیُتنم دگہِ ہُنٛد اِلزام

یِیتِس زٲٹھِس سفرِس مَنٛز
یِتھۍ یِتھۍ آسَن کِتیٛا شام

کُنہِ اتھٕ رۆد نہٕ قاتِل پتھ
میٚیہ تہِ سۆزُس زُونٕک پٲغام

ہِر وائُن گو ژالُن دود
وُٹھٕ پپٹھٕ گٔلۍ گیٚیہِ کتۍ کلام

یِیتیاہ دوہ تقدیرِس اُسۍ
تیتِس کالس کۆر آرام



کوٗت لوکُٹ ارمان منٛجوٚمَس
پٔننہٕ ژھِک اَسمان منٛجوٚمَس

تتھٕ لُج ئلو زنہٕ توہمتھ رِشتٕچ
دِلدارس یاران منٛجوٚمَس

داُدی چھِ مانے خیز مےٚ ووٚنمَس
دِل توٕ اَمہِ ییٚمہِ سان منٛجوٚمَس

یَژھِ چھُنہٕ گُنہِ موہتاج یہِ شاعِر
سوٗرے جانٕے جان منٛجوٚمَس

مژٕرَس تیٚمہ رُمہٕ شیٚہلاوٕن گٔیت
پٔننے اکھ مسوان منٛجوٚمَس

پٔننہٕ ژھِکی گز ڈاے چھِ گٔنڈِ تھے
نبہٕ مَنٛزٕ تارکھ تھان منٛجوٚمَس



زانان دَے اِمکان چھِ بدٕلے
تیٚمہِ دورِ کی اِنسان چھِ بدٕلے

توقاتن ہنٛز کتھ کرِ بیٚقل
اِنصافکی فرمان چھِ بدٕلے

تس چھُنہٕ خوف جوابن ہُنٛد وونٛ
تہنٛدِ ژٕہتکی انہٕ مان چھِ بدٕلے

کٔمی لوکٹوو خیالو پننہٕ نبو
ذہنکی تس فَرمان چھِ بدٕلے

آش تھوٕنٛ گیہِ جُرچ حرکتھ
دوکھِ دِنس اِنسان چھِ بدٕلے

خوٗن بےٚ رنگ گو آنو ژورَو
سوداگر ہیٚتھ وان چھِ بدٕلے



نغمہٕ زاۍنتھ گیٚوِی تہٕ لوٗژراۍوِم تَوے
کاۍلی کالَے داۍدی مٔشراۍوِم تَوے

میانہٕ حِصہٕ کیٛاہ اوس تنہا راہ گُزر
یِم تلخ احساس رٕژھراۍوِم تَوے

چھنہٕ خوشی خاۍرات مُری داۍرِتھ منگوَ
گنڈٕ دَشن چانٮ۪ن مےٚ مُژراۍوِم تَوے

جوٗگی ماچھس موچھِ پھٔلِس پیٹھ کرٕ گُزر
دِیٚہہ پٕہتھ داہ کھیٚاۍوی پیٚتہٕ راۍوِم تَوے

چانہِ برٕ تلہٕ پژارنک ارمان ہیٚتھ
زوٗنہٕ راۍژن باو پاۍراۍوِم توے

سادٕ رٕکھتن کاۍنپہٕ ناۍمتی اۍسی لوٗکھ
جامہٕ وَقتس ستی بدٕلاۍوِم توے



قاُد گرن منٛز شام چھُ توبہ
شب گرٕدس اِلزام چھُ توبہ

تازٕ خبر زنہٕ ییہٕ کاپِچ کتھ
اکھ صفہٕ باسان عام چھُ توبہ

اِنصافُک قونوُنک مأِلکھ
لیس ڈ بکہٕ ہتھ اِلزام چھُ توبہ

یُس روٗچھ تُسی نِش رٕچھی زبم وَقتس
وقتُک یِی پأغام چھُ توبہ

رِشتس رِشتس زنہٕ لُج توہمتھ
آدم یتُھ بدنام چھُ توبہ

پیتہٕ وۄن کمٕی تام ایماندارن
جتگلن منٛز آرام چھُ توبہ



از چھُ تمِس پأراو بَدل
آسہِ پگاہ تس ناو بَدل

پےٚ چھا موسم ڈٔنجہِ روزیا
ووٗنی تہٕ پھرِن یتھ واو بَدل

روٗٹہٕ نمی گیہِ دِلہٕ ہیے منٛز
چیٚشمن چھس ٹلہٕ ترٛاو بَدل

طوٗفانَس کیٛاہ کھالَو راہ
یتھ گرٛڈھ آسنٕ ناو بَدل

گرِ گرِ سپدیو بُتھِ اِظہار
وقتس پیٹھ وکھ آو بدل



حرفن مَنٛز ویژھناٲوِتھ دڑاو
مُشراٲوِتھ مہنساٲوِتھ دڑاو

میٖے گرمَس پنٕہ نیاہِ چ کتھ
ڈٲلی دامَن موکلاٲوِتھ دڑاو

میانِس شہرس راج کوٚرُن
بیٚیہ زنہٕ میٖے وہسراٲوِتھ دڑاو

بر پیٹھٕ پرٛژہنم کوس چھکھ ژے
کیاہ زنہٕ از حبن پاٲوِتھ دڑاو

کیٚنٛہہ زنہٕ چھُنہٕ احساسس لور
بی زنہٕ ہاٲوِتھ باٲوِتھ دڑاو



منگکھ آے سِری یَس تۃ پڑزلکھ جہانَس
پھِرِنۍ کرٕ تھوَکھ داستانا زمانَس

ہُنر زیو چھےٚ، ژینُن چھُ بجرٕچ علامَتھ
یہَے بِن چھےٚ تھاوان پَشِس اِنسانَس

کرن وألی کرمَس کران اَدلہٕ بدلی
اَکرمی چھِ پڑاران دوہے گُنہِ بہانَس

ژٕ دِکھ واے گُری گُری ژھوکی آگرس گرٕکھ
ژٕ یتھ بأگرٕکھ تُتھ ہُری آے بانَس

اگر ماے برٕہس تۃ ٹوٗٹھی حیأتی
پِنو لوٚر روزَکھ ژٕ ییٚتہِ آب دانَس

أچھن آش پگہچ رٕچھِنۍ شوٗبہِ کالے
ڈٕلِتھ شام سہرٕچ ژٕ کل تھوٗی زِ پانَس



رۄژٕ گاٲمتۍ یا چھِ اَلفاظَن اَنٛدر
نتہٕ چھُ زوراوار گوٗمُت ہے مَژر

زنہٕ وَٹٕسۍ گاٲمژ چھےٚ نبتھٕ ٹٔنۍ زوٗن اَز
آفتابُک رأسۍ ما گوٗمُت اَثر

ترٛأو ما یک مُش جہانٛچ آش اَز
پگہٕ ہِکس کالس لکیٛا سأنۍ نظر

زِندگی برٕ پیٹھر چھےٚ نیران دِتھ سدا
پوٚت پھِرِتھ پڑاران کاشہہ نیٖڑ یا نبرَ

کیٚاز اٚحسانن ہُندٕ ے اٚحساس دِتھ
لُکھ چھِ تھاوان برٕ وٕنٹھ کنہِ کھیوٚن گُیٖت زہر

چانہِ اکہِ اکہِ کتھِ چھےٚ وٕقتچ سام ہیٚنز
وُچھ کران وتہٕ ہاوُکے ییٚتہِ دَر بہٕ دَر

مارٕنن تِہندِی مےٚ زُونٕک جوش دیُت
میانہِ زُونٕچ ووٚنی تمن گُری تو خَبر



سُہ حأران گو راتھ میأنِس بیأنَس
مےٚ ییمہِ نظرِ وُچھمَے سُہ وأتن مےٚ پأنَس

ژےٚ دِل ژہنہٕ وُن صاف وأنی دِژٕے تمُے
اثر، اچھرٕ ول آے ویٚپنٛگ تہِ بانَس

اکھا شولہِ راتَس گٹَن کاش کٔرِی کٔری
اَکھا راوِ دوہلی نٔنِس آسمانَس

کرٛم کرِ تہٕ یٔوگی، سیٚدتھ آسہِ لأنِس
تہٕ چھےَ ناہٕکأری اَویزاں بہانَس

بہٕ بےٚ میٛون، میٛونٔے کران راوِ سوزٕرے
یہِے کتھ چھےٚ تَس نِش نِوان دوٗر پانَس

یِڑٕھے زٕبتھ تہٕ ژیٖنٛن منٛگِتھ شاد سپدٕکھ
بٔنِتھ بِسری یہِ پرٛزلکھ ژٕ منٛز ییتھ جہانَس



ژےٚ کیٛاہ خبر چھےٚ عذاب کیٛاہ گوٚ
نظر بچاوٕنی تہٕ تاب کیٛاہ گوٚ

مژٕر چھُ چانٕس دِلس تہِ آمُت
رِندس چھےٚ خبرٕے شَراب کیٛاہ گوٚ

گُلالہٕ مُلٕی تھےٚ روٗخن ژےٚ تھوٗوتھ
ژٕ آنہٕ ہے پرٛژھ شباب کیٛاہ گوٚ

نہٕ کرٕ پریشان نہٕ دِیہٕ سکوٗنے
نہٕ یژھِ حقیقتھ سُہ خاب کیٛاہ گوٚ

نہٕ وسہٕ چھٕلِتھ مل نہٕ آسہِ نِشچھل
نہٕ گژھِ رنٛگس رَل سُہ آب کیٛاہ گوٚ

نِشچھل : صاف سُتھر ۔ ژھلو ورٕے۔



گٔلِتھ گو موم، مومَس رَل
چھٕلِتھ وۄتھ یا تہٕ أندریُم مل

اَندر پیٚیہِ پڑٕو تہٕ پڑٕزنوُوم
تہِ زأنِتھ ژۄل دِتُن تیُتھ یَل

سو ویُٚز آواز قدمَن ہٕشز
سُہ خوشوُن موکھ تہِ أچھنٕے تل

سُہ یۆگی جۆگرٕ رَختَس مَنٛز
جُٹا ترٛاُوِتھ وٲلِتھ مَل مَل

گٕہے پۆت آنٛگنس مَنٛز وۆتھ
گِنٛڈُن تے شی گٲرِتھ ژۆل جَل

لٲیَو دارٕ بٕہ زاگان تَس
مےٚ نظرن برٛاُنٛتھی مَنَس پۆت گَل

تصوٗرٕ مٲنٛزی مےٚ شنکر وُچھ
اما میٚے ہیۆک نٕہ سَپدِتھ لَل



گٔلِو وُچھُنا کوٚر وٕنَے دڑاو
میٛانہِ وجوٗدُک لوٗژرِتھ بھاو

پیٛنہِ تہٕ ژٕتبس اتھٕ واسُک ساتھ
پھِری تہٕ لگن ووتھِ وَچھٕیے تاو

وادس ڈوٚل کٔرتھ مجبوٗری
میٛانی تھٔوِن بس ہنگہٕ منگہٕ گڑاو

ٹارٕن پیٹھ چھِم زوتان لال
ونہِ ہسم ہے مٕژِری مَے چھٕگراو

یُس گرٕ آنگُن میوٗنۍ اوس
تمہِ گرِ دژ ایَس شیہِ شیہِ واو

وقتس زانُن مانُن موٚٹھ
کُنہِ ما ووٚتھ اِد سُرٕ بنہِ کاو

ووٚہارس دُیٖت موٗلۍ دژوت
سوٗخنن کوٚر پھرِتھُر تُلہٕ ژاو

وولرس ترٛووُن وِچہِ ہُند واو
گاٹھس واتیاہ پرٕونی ناو



دِلس نزدیک آسُن یار کانٛڑھا
أتی گوٚژھ دیُن غمن وبستار کانٛڑھا

فراغت گژھ ہَنا یڑ کال روزٕنی
دِلس گوٚژھ دِتھ گژھُن شیٚہجار کانٛڑھا

چھُ لأزِم پڑتھ أ۪کس بستی اَندر روٗنی
دوہَس راتس پہُن بے دار کانٛڑھا

اگر باوُن چھُ ہِژراوُن دِلُک بَر
ووٚندس لوٚژراوِ یا تَے بار کانژھا

مَنَس موٚحتاج سَپِدتھ آیہِ گانگل
کَمِس پُشرَو چھُ تیا لاچار کانژھا

مےٚ پنہِ نے عکسہِ پیٚیہِ روزُن خبر دار
تہِ نظرن تَل گرِتھ گژھِ کار کانژھا

چھُ آوُر میانہِ شہرُک شام یُٛتاه
کران چھُنہِ سمکھنُک یقرار کانژھا



وَزٕنی گرٕزھِ تارٕ سیتارَس
تہِ گوٚژھ وہستار گُفتارَس

انن ییٚلہِ رٔو بہٕ رٔو ہاوَے
لگیا اِدٕ تأر یقرارَس

اَکے لٹہِ کوچہِ پھٔیر گوَ تَسٕ
نظر ژٔج لولہٕ وٕوہارَس

چھیکِن کتہِ کوٚر مُچھِ تھاوِن
تِتھےٚ ببن دژایہِ سمشارس

ژٕ چھُکھ میوٗنُے عکٕس ژھانڈکھ
نظر دِتھ پتھ مےٚ ووٚن یارس

بدلوٗنی نسب چھِ ژھانڈَن گُیت
ژٕ دِزِ پھِرِ تازٕ اَخبارس

بہٕ پژارے گُنہِ تہِ شاٹھُس پیٹھ
بیٚتھمن پےٚ لگہِ نہٕ سرکارس



لتس چھنہٕ دگہِ ہُند باس تہِ شاید
نتہٕ چھس آمژ راس تہِ شاید

پھُچمژ پکھ ہتھ وُپھنگ عادتھ
چھُس نہٕ پیہنگ وٕسواس تہِ شاید

تمیٚ چھنہٕ زخمن زیوٚ زنہٕ دِژٕمژ
کرِ روٚٹمُت احساس تہِ شاید

یُتھ وہتہٕ رووُن قطرو قطرو
ووٚلُن ہرِ اَلماس تہِ شاید

تمیٚ ہنزِ پرٛژھِ دوہ گرٛژھِ اکھ پہرا
وُہرس گرٛژھِ اکھ ماس تہِ شاید



چێشمن دِمَس اۄلِی خاب
قدمن میٹھی تہٕ شیرِ گولاب

شیرِتھ پرِتھ سازَو ستی
ژٕندرم پۄرَن چۄن شباب

ییٚنہٕ چێشمن مَنز رٕژھرکھ ڈےٚ
ییٚنہٕ راوی چێشمن ہُنٛد آب

تس متہٕ پرٛژھتَو میٲنی خبر
تس متہٕ دِی تَو یۄت عذاب

تولان سورٕملی نظرَو ستی
میٲنی گوناہ تے چاٲنی ثواب

گُنہِ لٔلہٕ نوٗم جِگرٕکی پاٹھی
گُنہِ سولبوٗم جِگرُک تاب



سیٚکلِ شہرُک چھُ یوٗتُے پےٚ
گُنوٗ لرِ، خمبر کھنٛجہِ ہشز ژھےٚ

ژوٗپاسے زٕٹھ تنہائی
أندری راگس یِوان یِژھ لے

نہٕ وتہٕ آنگن، نہٕ برٛانٛدس برٕ
نہٕ راوُن، کوچہِ پھِرِ کُے بھےٚ

چھُ مقصد مژٕر موژراوان
سفر کۄر توتہٕ یۄتاہ طےٚ

چھےٚ اژہٕ رژہٕ وُنۍ دِوان دوران
وَنۍ چھُنہٕ کُس چھُ وایان نےٚ

نَہ ساقی نے رِندن ہُند پےٚ
اماپۄز شرٛانہٕ وسہٕ وُن مےٚ

تِتھس شِنہس أندر پھۄل من
تہٕ ژۄل گلزارٕ کےٚ سَم شےٚ



ژھیٚپل ژھاے رَٹۂنۂ گُرشھ
دوۂژھو ماے وٹۂنۂ گُرشھ

شبس گُرشھ گِنۂڈنی کِرش
دوۂہَس پان کھٹۂنۂ گُرشھ

وُچھاں تسُنُد أچھو نؤر
نظر اِۂ گٹۂنۂ گُرشھ

گیٚوِتھ تۂسنُدِ موۂللی گیت
زبان اِۂ نٹۂنۂ گُرشھ

پھوۂلنۂ گُرشھر گُلۂے گُل
تۂ خوشبوۂ ژھۂٹنۂ گُرشھ



تس دِلدارس کوتاہ تاب
روخصت تیٚمی کۆر مولہٕ وُن خاب

گیر دِلن کٔری أنٛدی پکھی گتھ
موچھِ منٛزٕ کٔمی روٚٹ ژلہٕ وُن آب

سنہٕ وِنی روٚحس آلو أسی
کالہٕ پگاہ گیہِ تمہٕ نایاب

پانہٕ عذابو دوٗر ژوٚلکھ
پتھ گٔن ترٛووٗتھ میٚون دولاب

یادِ ووتُر چھلہٕ چھانٛگر گوٗ
آو ژٔستھ چیٚشمو سہٕلاب

کیٛاہ زنہٕ پرٛژھِ خاموشی میٛأنی
ڈیرٕ سوالن کُنہِ نہٕ جواب



ہوان اژہٕ رژہٕ یوٚہَے ونہٕ وون
ریٛوٚشا اکھ ژاو اَز گرٕ میٛون

دَیَس پتھ مس مَلَنگا اوس
مےٚ گوٚژھ انہار یتُھے لَلہٕ وون

کلسَ پٹھ اتھٕ تھٲوِتھ وۄنہٕ نم
ژےٚ ستِمن رِشتہٕ واراہ پرٛون

مےٚ دۄپمس آگرس میٛأنِس
گوٚژھُم امربتھ یُتھُے پکہٕ وون

أچھن منٛز تمُیٔ سٕژن باسیٛوم
چھُ کتہٕ رِتھ قاشہٕ میٛونُے کرٛون

نداٰمژ میٛانہِ ٹوٗڈھکھ نا
سٕدر چھوکہٕ ناو ووتھ تُل دون

مےٚ کیٛاہ سأرِتھ أتھس لارِم
تہٕ دۄپنَم یوٗت بژونہہ کمُیٔ زون



بدلییہِ نظر گوٚنہٕ وانَن ووٚنی
یا پژوو سبتھاہ اِنسانَن ووٚنی

ییٚلہِ پوٚل تہٕ رِشتگ ناو دِتُس
نتہٕ گول تہٕ آنَن فانَن ووٚنی

یم خاب تُلن تُلہٕ تبنژگلیچ دگ
گٔنڈ رأژ مُدے اَسمانَن ووٚنی

شٕہس چھا توژھ دزِ صُبحس تام
گتہٕ گیوٗر تہٕ موٗٹھ پروانَن ووٚنی

ہے بأژ گرَن منٛز خاموشی
یژھ چھنہٕ ہرگز شمشانَن ووٚنی

ٹھہراوِ قدم اَلراوِ زمین
اِنصاف منگن اَستانَن ووٚنی



منسرِ ژوٗنُم سنزُک آۓ
تی دۆپنم اصلُک سرماۓ

ہکہٕ منگہٕ ہَس اَز ژیٚے گُیت خأر
چأنِس نیٚتِس لچھہٕ گۆن آۓ

قرنہٕ پھِرِس اکہِ بڑژنِچ تأر
وأرِ چھےٚ ژھانڈان گُنہِ کانٛہہ جاۓ

کرِ تہٕ برابر قدمَن میٹھی
ژلہِ تہٕ گرٕ ھبس زن دُپہرٕ ژھاے

ژیٚتہِ رِکتھٕ ناھتَے ووندِ رٕچھمٕژ
بے عارَن ہٕنز پیٖژاہ ماے

تس چھُنہٕ ذاتی خوفہِ خوداے
توٕ چھُنہٕ ژھانڈان موکلَن پاے

تیٚمی ارمانن سودا کوٚر
تس کیٚاہ زنہٕ دِکھ زوٕنٕچ راے



وَنہِ انۂ ہَن چھاؤن دِمۂ ہَس مَن
لوٗلہِ للۂ ون شُر ہیٔؤ سولۂ باوَن

ژھبنۂ گاءِمتس یؤ تاہ کال سَپُد
تنۂ رؤد نۂ چُری گُیٔش یارِبلَن

ہُمہ چھُ میٔانہِ دِلچ یژھ آش رٔچھِتھ
ژھپۂ ژھارِ گِنڈان وُچھ گژھِ مِلۂ ون

شبنم قطرن ہنز بڑانتھ رٔچھِتھ
شب نیرِ تۂ کڈِ کھُلہٕ واش چمَن

پینہٕ لاحد دِلہٕ کِس ڈری یاوس
بٹھی وبرِتھ لگہِ تتھ کُنہِ انٛدٕ ژھین

کُنہِ شہرُک چھُنہٕ تس شوق منَس
تَس جوٗ کِس پھیرُن صحراوٗن

یا چھِس مُٹھیٚ متی لوکہٕ چارٕکی دوہ
نتہٕ ژینان پان چھُ نارایَن



ینہٕ أنزٕ منزٕ کانژھا راوِ ٹھۍ۪ہر
ٲلہٕ وأنسن للہٕ وُن تھاوِ ٹھۍ۪ہر

کل کڈِ اِد سینہٕ چھٲلتھ نیہِ ٹکھ
پتہٕ بالہٕ کنٛن کلہٕ چھاوِ ٹھۍ۪ہر

تتھ پارِ چھےٚ شۆبا رازٕ گرٕچ
یۍتہٕ رۆح تہٕ سکۆنا پژاوِ ٹھۍ۪ہر

ینہٕ چأنی سَتھ ڈکھِ باسے یَس
تنہٕ تۄر دوہدِش تڑِ تاوِ ٹھٔہر

یٚیمہِ آنگنہٕ ماجو روٚستھ گرٕی
تمہِ دارِ بَبَن منہٕ ساوِ ٹھٔہر

پۄت نظرن منٛز اوس لوٗلے لول
بیٚیہِ آش زِ کانٛہہ ٹھٔہرراوِ ٹھٔہر

اِد لۄنٛچہِ گونڈُکھ اسہِ للہِ ہُند واکھ
سُے ژالُن اسہِ ہیچھناوِ ٹھٔہر



تھوَ پتاہ ژھارُن ہیٚوٚتُن
شامۂ پتۂ پڑارُن ہیٚوٚتُن

سوٚنتۂ ہِکس واوَس پڑژھُن
یارِ ونۂ گارُن ہیٚوٚتُن

آوٕریرٕک دور وُچھ
ژھایہِ پتۂ لارُن ہیٚوٚتُن

آوِلنہٕ موکلیٖو نہٕ زانٛہہ
تار وبستارُن ہیٚوٚتُن

ڈنجہٕ دِل یہٕ چھُ اِنتہاہ
بأزی گر ہارُن ہیٚوٚتُن

گرٕ بنیا آنگُن وٕنڈِتھ
ناگ پشہٕ کھارُن ہیٚوٚتُن

پیٚنجہٕ چھنہٕ گُفتار موٚٹھ
آرٕبل لارُن ہیٚوٚتُن



خیالنے ہُند شہر بچاؤِتھ
خُمار للہٖ وَن اثر بچاؤِتھ

بےٚ مانہٖ لفظن بہٖ مانہٖ دِمہٖ ہا
تہٖ روزٕ ہا یُتھ سیٚزر بچاؤِتھ

مےٚ آیتن گوٚژھ سُہ جام ہرٕ دَم
بہٖ ہوٚش رَچھِہ ہا مژر بچاؤِتھ

قدم قدم نبتھٕ ننبن پدٕبن تل
چھےٚ خاص اَکھ راہگُزر بچاؤِتھ

مےٚ ییٚلہِ تہِ چیٚشمو غُبار لوٚژرُم
وُٹھن تھوٚوُم گوڈٕ وَژھر بچاؤِتھ

تصوٗرس تَس وُدیوٗگ وانَس
وُنن چھُ تھوِہے پزر بچاؤِتھ



کینْہہ خاب دِتن رِژھراوِنی رِکتی
زنہٕ میٹھی زہٕم للہٕ ناوِنی رِکتی

تمہِ چیشمہٕ پھرِتھ ٹُگرٲو نظر
جذباتھ تھٲوِتھ سولہٕ باوِنی رِکتی

لگی آنگن آنگن جیشنہِ دوہے
دِلدار تھٲوِن نٔژراوِنی رِکتی

پھولہٕ وِنہِ سوٚنتے تمُہٕ شوق مُچھِتھ
تھٲوی پڑان تہِ زنہٕ منہٕ ساوِنی رِکتی

پٲراو چھُ تمہِ سُند نظرِ کرم
گٔژھی پان تہِ تِتھی پٲراوِنی رِکتی



لگی ما برُ ٹز ژے مُشراوان
مے لوٗگ اکھ دوہہ ژٹس پاوان

سمُن دُشوار تَس گن بُتھ
ژے اوسُے اَنہٕ یُس ہاوان

تھیٛکِتھ چھاوان سُہ بَجرُک سوکھ
پٔنٕز یُس پڑان موٗژراوان

چھِ کاٗنچھِتھ ڈیر رٕژھراُوِتھ
بےٚ دَسگاہ یک طرف تڑاوان

چھےٚ کیٛاہ رفتار ذٔریاوَس
تھیٛکیٛا آدم یہِ وبژھناوان

نظر بڈِ خوٗن جگرُک دِتھ
بےٚ عاقل روزِ امبہٕ ناوان

# ڈبکۂ بجر

چانہِ گرِ دژالیس تۂ ژولتھ کھوقہر
چانہِ برِ ژائیس ژے بدلے یی نظر

پشہِ پیٹھک زنۂ شین، ڈوٚل لوکہِ چار میٚون
چانہِ گرِ زائیس ژے بیٹھے ئلی اہر

ستی ژتھس ییلہِ وچھس شیہجار پیوو
باس وِزِ وِزِ لوٚگ زِ اٰخر چھس ووپر

یام اچھِ دارہن ہِگنڈُن ترٛووُم مےٚ وُچھ
گلٕی مُران بب ماجہِ پھۄل ہۭتھے سحر

چانہِ جِسمک حِصہِ بےٚ دسگاہ کیاز گو
بار زنہٕ نکھ واُجِ تھَس زیۂنتھ تھزر

میٹھٕر دِتھ، گلہِ میٹھِ شوزٕرُک باو دِتھ
دودٕ گلبن ہتی چھُ دیتُمت چۄن صبر

ژالہٕ ننک، وِستارٕنک، وۄہار دِتھ
بب تہٕ مأجی روزِ کانٛچھان ڈکہٕ بجر



تمُ ہیرؔش وِزِ وِزِ ورِقن سام
سُہ تہِ رُودُس گُمنائی تام

ییلہِ تہِ رنگس لوؔگ بیا کھیے رنگ
پھرِنس اوس پیٹھے گُس تام

بڈوؔ رفیقو یک مُش ووؔن
وُتہِ چھُس سوؔنچ ہنا زنہِ خام

بوزو تس گُس تُلہِ پُرخاش
بوزو کر سیؔدِ تمِس سَلام

نیتس ژوؔر تہِ ہیتس وار
یتہِ وئی کنہِ شیؔچھ بیتہِ کمئی تام

کس کس خالو ناھتےَ بوش
کرِنس نیرِ تہِ گُنہِ انجام



تقدیرس کھُرث ہان دوہے
دانا اوس اِنسان دوہے

مُتۍ آبا چیٚتھ وولٲیو مُت
مُتۍ چھِنہٕ آسان جان دوہے

زاٲنیاپَن ہٕنز شٕکلے مُٹھ
وولہِ آسوَ ونہٕ وان دوہے

راتَچ مہرِینز نالان اُس
مہرِینہِ چھِنہٕ سکھران دوہے

پاٲنسن ہٕکنۍ تہٕ حیاتی روٗٹھ
تنہٕ گیہِ اَسہِ پرٕوان دوہے

یٖیمہِ سُنٛد خوٗف چھُ اِنسانس
تمۍ کتہِ لوٚب اِنسان دوہے

# मनसरु ़च्यूनुम.....

मनसरु ़च्यूनुम सनिरुक आय
ती दोपुनम असुलुक सरुमाय
सुनीता

महागुन अर्पाटमेंट, शालीमार गार्डन,
साहिबाबाद, यू.पी.

किताबि हुंद नाव : मनसरु च़्यूनुम.....

मुसनिफ : सुनीता रैणा पंडित

तेदाद : 500

छपन वॅरी : 2006

म्वल : Rs. 275/-

कम्प्यूटर कम्पोज़िंग : रिंकू कौल
IILS D.T.P Centre
M.No. 9419136369, 2598633

<u>किताब मेलनुक पताह:—</u>

1- वैभव, प्रकाशन, सूर्य विहार, बोड़ी जोम।
2- महागुन अर्पाटमेंट, शालीमार गार्डन, साहिबाबाद, यू॰पी॰।
3- किताब घर, कनाल रोड जोम।
4- किताब घर, मौलाना आज़ाद रोड, सिरीनगर।

